فہرست کامل

۳۲

10×16
320

# کاشُر ادب


جلد ۱     شمارہ ۳

جنوری : ۱۹۶۷ء


یمہ شُمارس منز

- میر غلام رسول نازکی
- امین کامل
- دیپک کول
- اوتار کشن رہبر
- مکھن لال بیکس
- محمد امین اندرابی
- فرحت گیلانی   تہٕ دٔگارہ ...

ایڈیٹر:- غلام رسول سنتوش

# کاشُر ادب
## سری نگر۔

جنابو

وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ اوس کاشرین ادیبن تہٕ ہمدردن ہیٚو شدید
احساس گنوہمت زِ کاشرِ زبٲنۍ ہٕندِ ترقی پوچھر دینہٕ باپتھ گوڈٕ اَکھ مِعیاری رسالہٕ
آسُن۔ اسہِ نِش تمن تہٕ پنن ہیٚن احساس بٲل اَتھس دِتھ
ہہٕ "کاشُر ادب" رسالہٕ چھ توہہِ برونٛہہ کنہِ پیش کران۔ ابتدا کران اوس
ساری کام پیٚو برونٛہہ پکناونٕ چھ توہہِ ہٕنز ہِمت تمام۔

اَسی چھ توہہِ دوستن اپیل کران زِ تُہۍ کرِو سالانہٕ چندہٕ
تہٕ پنٛژ تلبقن شوقینن اَنِو اتھ رُوٚٹ۔ رسالک سالانہٕ چندٕ چھ شیٚنہِ روپیہ۔

.. مخلاص مند

سنتوش

جنوری سنہ ۱۹۶۷ء

# کاشُر ادب

جلد ۱ شُمارہ ۳

صلاح کار : علی محمد لون
دیناناتھ نادم
بنسی نِردوش

انتظامی مشیر : حسرت گڈہ

ایڈیٹر : غلام رسول سنتوش

کتابت : محمد سلیم نصیر انز بیرخانیار

---

پتہ انتظامی مشیر:
حسرت گڈہ میرہ محلہ سرینگر-۲

سالانہ ۶ روپیہ
فی پرچہ ۲۰ پوشہ

# ترتیب

## گوڈنیُک کتھ

## مضمون



## نظم وغزل





---

# گوڈ کتھ

کٲشرِ زبان سکولن اندر ہاونہٕ خٲطرٕ سنگھہ پرُس کوشش مرکزٕ گٕی اکھ وفد ریاستی چیف منسٹر جناب غلام محمد صادقس۔ تِمو دِیُت وفدس یقین زِ تِمہ وِزِ یِیہ پیشہٕ رایہ اتھ متعلق قدم تُلنہٕ۔ مگر ترٛے وری تہٕ سپُد شوٗرٕ وٕنۍ تہٕ کٲشرِ زبان سکولن منز پرناونس متعلق سپُد نہٕ کانہہ تہٕ حکم جٲری۔ ساری ملکس اندر چھہ یہ کٲشرِ زبانہِ ہنزِ بدقسمتی تہٕ سولہہ ام چھنہٕ یہِ بدقسمتی گوت کال روزِ اتھ نال ولنتھ۔

ہندوستانہٕ کین مختلف زبانن اندر چھُ پرٕ ہتہ وری یہِ سُشری تہٕ نو خاندان ہندو خاطرٕ اکھ مقابلہٕ سپدان۔ مختلف بیاہہ چھہ یاگرٕ نہٕ لوان مگر کوتاہ افسوس چھُ زِ سٲنۍ ادیب چھینہٕ ادرکُن کل کران تہٕ یمن مقابلن منز حصہٕ نوان۔ امہ ستی سپدِ یہِ ساتہٕ زبانہِ تہٕ سبھاہ اضافہٕ تہٕ اکھ بہ طرف روزِ یہِ نہٕ ژھوٗرتہٕ چھوٗن۔

بہتو دوستو کاشرِ اکھ سالانہٕ چندہٕ ونیک تام تہٕ اد چھینہٕ کورمُت بُہتن پترِ ادرکُن فورًا توجہ دِیُن سیتی اُرمیح حز پدآری براوسُن کُن تہٕ کل بہ دتھاوِ تھ۔ یوت اتھ خریدآری بڑٕ تہٕ مالی لحاظہ دریہ گژھ نہٕ یوت بیرٕ یہ زیادہ ٹھدہ یون تہٕ خوش یون ـــــ

ادارہ

# "روایت تہٕ ادب"

محمد امین اندرابی

زندگی ہندین مختلف شعبن منز چھہ کیٛنہہ تتھو تصورات آسان کیٛنہہ ژھ قدرہ آسان یمو سیٛتھ دار یا لُکھ متاثر چھہ سپدان۔ یمہ چہٕ بنیادی کتھ سیٛتھ لُکھ اتفاق چھہ کران تہٕ یمن چھہ پننہ خاطرہ دتہٕ گاش بیاوان۔ امی عوامی اتفاقہ سیٛتھ چھہ روایت پاٗدہ سپدان۔

روایژ چھہ اصلی انسانہ سنٛزہ تہذیبی زندگی ہنٛز پیداوار۔ یہ چھہ سہ اثاثہ یُس انسانن پننہ سیٛٹھاہ زیچھہ عمرہ منز حاصل چھہ کوٚرمُت۔ امی وجہہ کنو چھہ روایژن تہٕ انسانہ سُند تعلق سیٛٹھاہ نزدیک روایژن چھہ انسانہ سندین جذباتن۔ احساساتن اذ کارن تہٕ خیالاتن سیٛتھ واٹھ آسان تہٕ اوے کنو چھہ انسان روایژن ہنٛز قدر کران تہٕ اگر کانٛہہ اکھاہ یمو روایژو نشہٕ کنہٕ طریقہ نیاو تہٕ چھہ کران سماج چھہ تس حیان نظرو وچھان بلکہ چھہ تس اکثر مذمت یوان کرنہٕ۔

انگریزی ادیب اکھ یوٗ ڈیارہ شاٹیہر تہٕ نقاد ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ چھہ روایژن متعلق پننین مہلو خیالاتن ہُنٛد اظہار کران لیکھان زِ یم لوٗکھ پننین روایژن ہُنٛد خیال چھنہٕ تھوان۔ تنٛہنز حیثیت چھہ تمن غار تہذیب یافتہ تہٕ جنگلی ین ہنٛز ہش یمن مقابلہ تہٕ شوٗعورس سیٛتھ کانٛہہ کام چھنہٕ آسان۔"

روایژ چھہ ساننہ تہذیبی زندگی ہنٛز پاٗداوار سوٗ تہذیبی سرمایہ تہٕ کلچرل اساسہ۔ لہٰذا چھُ ٹی۔ ایس ایلیٹ سُند یہ ونُن بالکل بجا زِ ییلہ اُسہ روایژن بُتھہٕ چھہ پھران اُسہ چھہ تمہ تہذیبی سرمایہ نش محروم سپدان یُس دراصل سون حق تہٕ ساٗنی وراثت چھہ۔

بیٛلہ زانٛہہ زندگی منز انقلاب چھُ یوان یا امہِ قسمک رجحان چھُ پاٗدہ گژھان ایچ بنیاد چھہ روایژ پیٹھ آسان۔ انسان چھُ پرٛتھ وقتہ کینژن روایژو نشہٕ نیاو تہٕ کران تہٕ یمو نشہٕ انحراف کران بنٛہ پاٗٹھو چھہ نوہ انقلابی قدرہ پاٗدہ سپدان تہٕ پرانہٕ کمزور قدرہ چھہ ختم سپدان۔ اگر ماضی چھہ پرانہٕ تہٕ کمزور قدرہ ختم یتھ کرنہٕ۔ تمہ چھہ یقینی نوقصان داتناوان۔ تہٕ انسانہ سنٛزہ تہذیبی ترقی تہٕ ارتقاہس منز چھہ رُکاوٹ پاٗدہ کران مگر کانٛہہ تہٕ یا شوٗعور قوم یا وانا شخص چھنہٕ اکہٕ دوہ تہٕ ماضی نشہ نیاو تہٕ کران ییٚتھ قومس یا یَس شخصس نہٕ ماضی آسہِ ہُنٛد چھنہٕ حال تہٕ آسان تہٕ ظاہر چھُ زِ یَس نہٕ حال آسہ سہ کمو چیزن پیٹھ تھوہ مستقبلچ

بنیاد۔ ماضی چھُنہٕ اوٚہ موکھ اہم زِ یہ چھُ سانیو اسلافو سانہِ خاطرٕ وِرثس منٛز تھٲوِمُت بلکہ ماضی ہٕنٛز اہمیت چھےٚ یتھ کتھہِ منٛز زِ سانیو بزرگو چھےٚ اَتھ منٛز کینٛہہ تِتھہٕ قدرٕ تراوِمٕژ یمہٕ ہمیشہ روزنہٕ وٲلۍ چھےٚ تہٕ یمن ہُنٛد ک واد زِ چھُ ہیٚکان تھٲوِتھ۔ اما پوٚز یہ کتھ چھےٚ صحیح زِ ماضیچ سارےٚ قدرٕ چھےٚنہٕ زِندٕ تہٕ زِندٕ دار آسان۔ یمو منٛزٕ چھےٚ وارہ پردٕ ہَٹ دادٕ ننیان تہٕ کیٚہ پیٚسوان۔ مگر یمن منٛز زِندٕ بنیہٕ چھُ آسان ہمیشہ زِندٕ روزان تہٕ یموےٚ سیٚتۍ چھُ ماضی اہم سپدان یہ کتھ چھےٚ قابلِ غور زِ یِیٚلہِ تاریخ پرانیہ قدرو نِشہِ بغاوتھ کرِتھ نوٚین قدرن ہُنٛد کُن چھُ رٕٹہٕ یوان۔ تمہٕ نوٚہ قدرٕ چھےٚنہٕ پرانیو قدرو نِشہِ مختلف آسان۔ بلکہ سپدان چھُ زِ پرانیو تہٕ انقلابی قدرن ہُنٛدِ پانہٕ وٲنۍ میل جول تہٕ رلہٕ ژٲوٕ سیٚتۍ چھےٚ نوٚہ قدرٕ تہٕ نوٚہ روایژ پٲدٕ سپدان۔ نوٚس تاریخس منٛز چھُ پرٲنین مسالہٕ تہٕ کانٛہہ کام دِوان۔ ماضی چھُ کمزور تہٕ موٚردٕ روایژ چھےٚ ضنوٚ دور ختم سپدان۔ اما پوٚز نوٚہ قدرٕ تہٕ چھےٚ پتہٕ ہیتھ وقتس منٛز پٲدٕ گژھان تہٕ یتھہٕ پاٹھۍ چھُنہٕ روایژن ہُنٛد تسلسل ژھینہ گژھان۔ ماضی چھُ تمہٕ کتھہِ پتہٕ تہٕ اوٚصول تہٕ نٔوِ قدرٕ یمہٕ پایدار چھےٚ آسان یمہٕ ہنٛدس

تہٕ زِندٕ چھُ آسان تہٕ یمن ہُنٛد وقت زُور چھُ ہیٚکان تھٲوِتھ چھُ پتہٕ ہیتھ وقتہٕ سارِنہٕ زندگی سیٚتۍ سیٚتۍ روزان۔ اسلاف چھِ پتہٕ ہیتھ وقتہٕ امہٕ قسمہٕ روایژ پننہٕ پتہٕ وٲلۍ نسلہِ خاطرٕ ییٚتھ کُن تراوان تہٕ ییٚتھہٕ پاٹھۍ چھُ زندگی تہٕ امہِ کہ تہذیب و تمدنُک قافلہٕ ترقی تہٕ ارتقائن وتھ پیٚٹھ برونٛہہ کُن پکان تہٕ یہ سِلسِلہ چھُ ہمیشہ جٲری روزان۔

یوٚت تام روایژن ہُنٛدِ تشکیلُک تہٕ تعمیرُک تعلُق چھُ اَتھ منٛز چھِ مختلف عنصر وارہ بارہ موثر تہٕ تشکیلس کام کران۔ روایژ چھِ جغرافیائی حالژ سماجی تہٕ تاریخی پسِ منظرن تہٕ افرادن ہُنٛدِ ذہنی رجحانن ہُنٛدِ پاداوار۔ یِم ساری عنصر چھِ اکھ اکھ یا یکہِ وٹہٕ روایژن ہُنٛدِس بنٛنس منٛز پننٕ پننٕ حصہٕ ادا کران۔ یِم چھِ اکس مخصوص تمدنس تہٕ اکس مخصوص سماجی ماحولس اندر پھٲلان تہٕ نشو نما لبان۔ مگر اکھ عجیب کتھ چھےٚ یہ زِ اکہِ لٹہٕ یِیٚلہِ روایژ بنان چھِ تہذیب تہٕ تمدنُک سماجی ماحولُک تہٕ پانی حالژ ہُنٛدِ بدلنُک دار ومدار چھُ یمےٚ روایژے پیٹھ آسان یمن ہُنٛدِس بنٛنس منٛز سارےٚ چھِ کام آسان کرِمژ۔

رعنائی تہٕ دِل فریبی ترٲوِس حُسن اسہِ لبنہٕ چھیٚ لوان گۄڈ چھہ سوے رِوایتیٚن ہُنٛد تیٖژھ۔

ادبس منٛز رِوایژن ہنٛز اہمیت تہٕ افادیت ذہن نشین کٔرِتھ چھہ سوال پٲدٕ سپدان زِ رِوایتھ پرستی کُنہِ حدس تام چھہ ادبس منٛز جایز تہٕ کیا رِوایتو نشہِ نِہادتھ نہ کٔرِتھ پیٚتہ نیا اسہِ نوین نوین تجربن ہُنٛد ہۄٹہٕ چیرُن۔ اَتھ سلسلس منٛز چھیٚنہٕ یہ وَنُن بے محل زِ رِوایتن چھہ باقاعدٕ ارتقا سپدان تہٕ ہُنٛد سفرہٕ چھیٚنہٕ کُنہِ حالتس منٛز تہٕ ژھٹان زندگی ہُنٛد مقصدے چھُ مُسلسل تہٕ پیہم تجربہٕ۔ تہٕ تجربہٕ چھہ ادبک نۆو تہٕ اہمیک روح۔ اما یوٚزِ تجربہٕ گژھِ پانہٕ رِوایتیٚن ہنٛزِ سرپرستی تہٕ اچھہِ روشنی منٛز سپدُن نتہٕ ہیٚکہِ تجربہٕ مفید ثابت سپدِتھ۔ بجایہ مُضر ثابت سپدِتھ۔ تہٕ ادبس منٛز تقویت تہٕ طاقت پٲدٕ کرنہٕ بجایہ کرِ اَتھ منٛز کمزوری پٲدٕ۔ رِوایتھ تہٕ ادب اگرچہ ظاہر پٲٹھۍ زِ متضاد چیز چھہ باسان مگر یہ باسہِ عجیب ہیٚشو زِ تجربہٕ چھُ پانہٕ رِوایتہٕ منٛزے پٲدٕ سپدان۔

ایلیٹ ڈیوکسن چھُ اَتھ سلسلس منٛز سیٹھاہ جان کتھ وُنمٕژ۔ زِ "صحی معنیَن منٛز چھہ رِوایتھ اکہِ کامیاب تجربہٕ کہ بُنیٲدی [illegible] نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ"

تجربہٕ تہٕ رِوایت چھہ پٔکِس ستی پھیٖکوک طرح وَت پکان۔ یتھ پٲٹھۍ کانہہ بوڈ فنکار چھہ یِکہِ وقت رِوایت پرست تہٕ آسان تہٕ اکھ تجربہٕ باقی تہٕ چھیٚنہٕ ایلیٹ سٕنٛد قول چھُ اَتھ سلسلس منٛز بیکھان۔

حقیقت چھہ یہ زِ اکھ بوڈ شاعر یہ چھہ بہرِ حال رِوایت پرست تہٕ آسان تہٕ تجربہٕ باقی تہٕ۔ اَمہِ سٕنٛدِ بۄتھ رنگو ہمہ دریافتہ چھہ کرٕ ژھرہ تہٕ ہمہ مثالہ پیش چھیکھ کرہٕ ژھرہ سُہ چھیٚنہٕ ہمتھ مُشہ راواں۔ اما یوٚز ستہ یتھ کس پننہٕ زبٲنہ منٛز کیٚنٛہہ تازگی انہ کانٛہہ جدتھ پٲدٕ کٔرِتھ۔ تہٕ مُتا ہُند شعرہٕ کیٚنٛہہ نوٕ دریافتہ کرہٕ نہٕ۔ وُدنہٕ یتہٕ تُشرٕ آواز اکھ صدائے بازگشت تہٕ سُہ ہیٚکہِ نہٕ پننین بُزرگن ہُنٛدس درجس واتِتھ۔"

ایلیٹ سٕنٛدِس قولہٕ مطابق چھہ یہ عام ظاہر زِ اکس فنکارس تمہِ طرح چھہ رِوایت پرست آسُن تہٕ فنو رٔژری تہٕ تجربہٕ باقی تہٕ۔ اما یوٚز تجربن تہٕ رِوایتن منٛز گژھہ ہیٚشر تہٕ ہم آہنگی آسٕنۍ۔

بیشِلہ کاشر شاعری پیٚٹھ لس ابتدأیی درجس منٛز آسہ۔ بیشِلہ وٕ تہٕ اَمی کانٛہہ متعین شکل (Definite shape) اختیار آسس کرٕمٕژ

تہٕ بیٚیلہٕ ونہٕ بناتھ خوٗد کٲشرِ زبانہِ ہُند ہیولا
تشکیلی دورٕ سے مَنٛز ادبس منٛز وقتہٕ آسہٕ ساننٛ گونہٕ
ماتھ یِژ ونٛنہٕ کیتہٕ دوٚیہٕ قسمچہٕ رِوایتہٕ اکہٕ طرفہٕ آسہٕ
ایرٲنی رِوایتہٕ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ آسہٕ ہِندوٗ دیومالٲیی تہٕ سنسکرتچہٕ
رِوایتہٕ فارسی زبانہِ تہٕ خصوصاً فارسی شاعری ہُند غلبہٕ
چھُ سانہٕ کٲشرِ منٛز ژوٚیتھ وقتہٕ روٗدمُت۔ چنانچہ اگر یہ
یہ وننہٕ زِ کٲشرِ پوچھِ وقتہٕ وقتہٕ فارسی ادبس منٛز
مختلف طریقہٕ تہٕ مختلف صورژٕ گِیہٕ ہُر پرِٛیمُت
تہٕ اتھ منٛز قابلِ قدر (Contribution)
کوٚرمُت اتھ منٛز چھنہٕ اکہٕ رتھ تہٕ مبالغہٕ اتھ
سِلسِلس منٛز ہیٚکو کٔہ اسی بطورِ مثال غنی
کاشمیری۔ صرفی۔ تہٕ کلیم پیش کٔرِتھ۔ یِم چھہ
تِم شاعر یِمو فارسی شاعری منٛز پننہٕ خاطرہٕ
اکہٕ سیٚٹھے نَو تہٕ اعلا مقام حاصل کوٚر۔
یِمَن علاوہ تہٕ چھہ بے شمار کٲشرِ فارسی
شاعر یِمَن اگرچہ یہ درجہ حاصل ہیٚوک نہٕ سپدِتھ
مگر بجایہ خوٗد چھہ تِم تہٕ اہم بہرحال میٚیون مطلب
چھُ یہ وننُک زِ فارسی رِوایتہٕ چھہ گوڈٕ سیٚٹھے
ساننِ ذہنس منٛز آسمٕژ۔ تہٕ تِمن چھہ اسی
وۄنہٕ یۄنظرہٕ وچھان۔ تِمَن چھہ سانہِ زندگی منٛز
سوٗ سے اہمیتھ تہٕ سوٗ سے قدر یوٗ سہٕ تِمن ایرانس منٛز
حاصل چھہ۔ امیُک نتیجہ ؤراو یہ زِ سانہِ کٲشرِ
شاعری ہِنٛز واریاہ بلکہ اکثر قدرہٕ تہٕ رِوایتہٕ چھہ فارسی

ادبہٕ منٛزہٕ ماخوٗذ۔ ہِندوٗ دیومالٲیی رِوایتو نِشہِ ثُلِ
زِ سانیو شاعرو وُچھ طرحاہ فایدہ۔ اگرچہ کینٛژن
شاعرن منٛز۔ شیخ نوٗرُ دین للہ دید تہٕ پرمانندس
کلامس منٛز چھُ اسہٕ فارسی بجایہ ہِندوٗ دیومالٲیی
تہٕ سنسکرت تہٕ جین رِوایتن ہُند پٔرتو میلان
مگر یِمَن ہُند اثر ہیٚوک نہٕ واریاہ کالس موجود
روٗزِتھ۔ اگرچہ تہٕ وَجہ۔ گوڈنیُک وجہ چھُ یہ زِ
یِم [illegible] کٲشرِ شاعری ہِندِ تشکیلی تہٕ ارتقائی دورہٕ
کیو [illegible] و اندرہ۔ یِم تجربات تشکیلی دورس منٛز
چھہ کرِ تہٕ یوان تِم چھنہٕ اصلی حالتس منٛز ہمیشہ موجود
روزان۔ دوٚیُم وجہ چھُ یہ زِ یِمَن شاعرن ہِنٛز شخصیت
دشاعرانہ [illegible] اثر بھرپوٗر تہٕ زبردست آسنس زِ یِم کیاہ
ہیٚکہِ ہٕن پانس پتہٕ پننہٕ والین شاعرن بیٚٹھ اکھ ردِ
گُن تاثر تراوِتھ مگر سیٚتی ہیٚکو نہٕ اسی یتہِ کنہِ انکار کٔرِتھ
زِ موجودہ کٲشرِ شاعری منٛز اگر اسہٕ کُنہِ جایہ ہِندوستٲنی
رِوایتن ہُند پٔرتو چھُ میلان سُہ چھُ یِمنے شاعرن
ہُند اثر ـــــ مگر یمہِ سارہ کُے مطلب گژھہٕ نہٕ یہ کڈُن
زِ فارسی رِوایتو نِشہِ متاثر سپدِتھ تہٕ یمَو پننِس ادبس منٛز
ورتاو وُنہ کیاہ کٔرِ کٲشرِ شاعرو وکانہِ غلطی بلکہ فارسی رِوایتو
نِشہِ متاثر سپدن وُنہِ اگر ساری شاعر ہِندوستانی رِوایتن تہٕ منظر
صفحہ ہیٚن سانی کٲشر شاعری آسہٕ ہے وُنہ کیٚن بیٚیہ سیٚی بہترین
زنگس منٛز اسہٕ تِژ ونٛنہٕ کیتہٕ۔ ہِندوستٲنی رِوایتو نِشہِ اکھ چھُ سانہِ شاعری
منٛز کیٚہ تشچہ رِوایتہٕ تہٕ قدرہٕ آمژٕ یِمَن زِ سانہِ اصلی زندگی ستی
کانہہ منٛز چھُ۔ تہٕ امی چیزن چھُ اتھ منٛز کیٚنہہ قدر فطری عنصر پادٕ کرمت

# کلہن

اوتار کشن رہبر

## (شخصیت تہٕ کارنامہٕ)

کلہن غنی تہٕ صرفی سیراب کرِی یِمو آبن
سُے آب ساہ بابتھ زہر ہلال آیٖیا
(آزاد)

یہ چھہٕ سو گرٛز یُس وَرٕنی آواز یوسہٕ آزاد اسہٕ کاشرٕ بن تام واتناونی یِتھان چھہٕ یہ آواز یِتہٕ اسہٕ کاشرٕ بن زوالہٕ تہٕ گٹہٕ منٛزٕ نیرٕنک حِس دِوان چھہٕ تِتہٕ چھہٕ یِمن کینژن بزرگن ہُند پایہ بوٚڈ بجر تہٕ بۄ شِٹھ کُن انان۔ یِمو ما چھہٕ کشیر ہِندی کُن پننہٕ سوزٕ سیٹھا شوٗدی کٔرِی۔

کلہن۔ غنی۔ تہٕ صرفی! یِم چھہٕ تِم ترٛیہ گوٚنہٕ وان۔ یِم زٔن ترِین عہدن منٛز تخلیق پیٛیہ۔ کلہن چھہٕ ۱۲ یمہٕ صدی منٛز شاہ لبان۔ صرفی تہٕ غنی چھہٕ ژُک تہٕ مُغل عہدن منٛز تخلیق پیٛمتۍ۔ صرفی سٕند ناسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھہٕ بِل ترتیب ۱۵۱۲ء تہٕ ۱۵۹۴ء تہٕ غنی چھہٕ سداہمہٕ صدی منٛز پنہٕ نہو پرملانہٕ نِعمو سیٹھا کشیرِ منٛز فارسی شاعری ہِندا اکھ نوٚو چاو پوٚزٕ کران۔

کلہنن کیاہ کیاہ اوس پننہٕ زندگی منٛز ییوٚ کھمُت تہٕ چھنہٕ خبر۔ تمہٕ سُند پایہٕ بوٚڈ کارنامہٕ چھہٕ سو ہسٹری یمہٕ راج ترنگنی یعنے "راژہ ترنگ" وَنان چھہٕ۔ امہٕ ہسٹری بنو د کلہنُن ناو ہمیشہ بہارکی پاٹھۍ لازوال۔ کلہن چھُہ امی کارنامہٕ کِنۍ بحیثیت شاعر تہٕ مورخ مشہور۔ کتاب چھہٕ سنسکرِت شارن منٛز تہٕ یِمن شارن منٛز چھہٕ سو ساہرے تیٚتھ موجود یوسہٕ زن بڈین شاعرن ہِندس کلامس منٛز آسان چھہٕ۔ بڈشاہ زین العابدینس عہدس (۱۴۲۰ء ——— ۱۴۷۰ء) منٛز چھہٕ فارسی زبانی ہِندی بارہ لِکھاری مُلا احمدن دیُس زن شُنجا رایۍ ٹھ آمتس مشہور عالم محمد افضلن ژاٹھ اوس) یہ ہسٹری فارسی شارن منٛز بحر الاشعار (مطلب بادشاہن ہِندی دُری باوُ) ناوس تحت پھیر نیچ کوشش کرٕ ہٕز مگر باسان چھُہ یہ ترجمہٕ اوس نہٕ اُہندہٕ دُسی مکمل سپدیومُت تہٕ گیا زٕہ ۱۵۹۴ء منٛز اوس مُغل شہنشاہ اکبر اعظمن مُلا عبد القادر بدایونی ییس یہ دُبارٕ لیکھنک تہٕ مکمل کرنک ہدایتھ دِیتمُت۔ انگریزی زبانی منٛز چھہٕ امہٕ کتابہٕ ہِندی زٕہ ترجمہٕ چھاپ سپدیمتۍ۔ اکھ چھُہ رنجیت سیتارام پنڈتن کوٚرمُت۔ بیاکھ چھُہ پانہٕ اکی انگریز عالمن

باہل اوٚنمُت ۔ یَس زَن سٹین ناوٗ اوس 'راج ترنگی'
چھہ تِمن سارِنٕے پرانین فن پارَن تہٕ ہسٹری ہٕنٛزِ منٛز
اکھ تھٔد مقام تھاوان ۔ یِمَن منٛز سون قدیم کلچر
رٔچھنہٕ تہٕ محفوظ تھاونہٕ آمُت چھُ ۔ کلہن چھہ اَتھ
مشہور کارنامہ سٟتۍ نہ صرف کاشرین سنسکرت
شاعرن تہٕ مورخن منٛز اکھ تھٔد درجہٕ تھاوان
بلکہ تِمن سارِنٕے گوٚنہ ماتَن تہٕ مورخن منٛز یِم
زَن دوس ہندُستانس منٛز پتہٕ وُچھتھ دٕکھو ۔ یہ
چھہ ہِنٛزِ پاٹھۍ تِمن بے رحم زمانَن ہِنٛزِ ہہِر باوَنی
یِمو یِہ پنہٕ نیٛو سیاہ کارنامو سٟتۍ بیٛتھ کشیرِ
منٛز کٕنِہ رٔژ چھہ زِ یہ ہسٹری رٔوز ژھیپہِ دِتھ
کلہن سُند اصلی ناو کیاہ اوس؟ تس کُتھ
بارٕ ہ آسی؟ سُہ کتھ جایہِ منٛز اوس کشیرِ منٛز روزان؟
تٔمۍ کتھہٕ پاٹھۍ گذاری پننٕز زندگی ہٕنٛدۍ دوہ؟
یِمَن سارِنٕے کتھن ہُنٛد جواب چھُ مُشکل ۔ تکیازِ
کلہن نہٕ ذاتی زندگی ہِنٛدۍ حالات چھِنہٕ رٔچھنہٕ
آمتۍ دوہ زِ گو راج ترنگی پرِتھ چھُ اَتھ
کیٛژن کتھن ہُنٛد پے ہیوٚ میلان ۔ مثلاً یہ چھُ نان
زِ کلہن چھہ یہ ہسٹری ۱۱۴۸ء ـــــ ۱۱۴۹ء وِکیٚن تس
منٛز لیٚچھمٕژ ۔ یہ تہٕ چھُ نان زِ تٔمۍ چھہ ۱۱۲۳ء
پیٹھہٕ ۱۱۲۱ء تام کیہ حالات پننہٕ اَچھو وُچھمٕتۍ
یِوان چھُ یہ قیاس کرنہٕ زِ آسہ باسان پنہٕ شہ
گرٕٹھہ یا تہٕ آخری کِتھ صدی منٛز تہٕ اتھ ۔ تہٕ

صدی منٛز ناومُت آسُن ۔ سُہ چھُ یہ تہٕ ونان
زِ کلہن سُند اصلی ناو گٔژھہ کلیان آسُن دپان
اکھ وقت اوس تٔمۍ سُند گوٚڈ تہٕ سرپرست تہٕ ہنٛدِ
دایہ موجوب چھہ تٔمۍ یہ ہسٹری لیچھمٕژ ۔ کلہن پنٛزِ
ناوٕ سُند ناو اوس کنیکہ ۔ تہٕ کنکہ اوسُس پیٚتُر
کنکہ چھُ پری ہاس پورک روزن ودل اوسمُت
تہٕ امہِ تلہٕ چھُ باسان زِ کلہنُن خاندان آسہِ
بنیادی اَتی روزان ۔ دوشہ وُنی کنکس تہٕ
کنکن چھُ بادشاہ ہرشہ دیوس (۱۰۸۹ء ـــ ۱۱۰۱ء)
سٟتۍ کانی نزدیک اوسمُت کلہنُن مول کنیک روٗد
راژہ ہرشہ نِش دربارس منٛز جان جان عہدن
پیٹھ کام کران ۔ اکھ وقتہٕ اوس سُہ "دوار پتی"
یعنی سرحدی فوجک کمانڈر ۔ پتہٕ گو وُسہ نتی کران
کران اکِس وزیرہٕ سُند عہدہ پرٛاوتھ ۔ کلہن
سُندۍ پاٹھۍ آسی دوشہ وٕے کنیک نہٕ کنک
شیوی فلسفکی ماننَ والۍ ۔ مگر تِمن اوس باقی
فلسفن تہٕ عقیدن ہُنٛد برابر احترام ۔ اکھ وٕزِ
بیٚیہِ کتھ تام مشرِس منٛز ہرشہ لیٛن جا تمام
ہُمہ پتہٕ منٛز ہوٗتی بیمار کٔرِتھ پیٚتیرٕ یہ اوس
کنکس پیٚرو سُہ یہ فیل کرنہٕ نتہٕ زِ کُہو غایم
لگیہ عمدا پیٚتھ ہیمہ عمدی کس آخری دتھمَا
سام ہنہ پتہٕ چھہ یہ کتھ نٔنی نیران زِ ۔
کلہن چھہ پننہِ زندگی ہُنٛد بٔڈ دوہ منٛز

سیٹھاہ صاف گوٗئی سان وَنان زِ سُہ ہیوٚک نہٕ یمَن بادشاہن ہُنٛد واکھیان کٔرِتھ تہٕ کیازِ یِہنٛدۍ حالات چھِنہٕ مٲشِہ راوِنہٕ آمٕتۍ۔

کلہنن سُنٛد وَنُن چھُہ:-

"سُہ سوٗ دِل (گونہ مات) چھُہ تارِیخن لایق یُس کلام اُکِس مصنف یا جِہ سُنٛدۍ پٲٹھۍ ذاتی محبتہٕ تہٕ نفرژ ورٲے پرانین واقعاتن ہُنٛد واکھیان کران آسہِ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"

یہِ چھُہ پَزِ یٔ پٲٹھۍ سُہ گوٗن یُس زن پربتھ اُکِس گوٗ نہٕ وانِس تہٕ تو آرِتخ دانِس آسُن گژھِہ تہٕ کلہنس انٛدر اوس یہِ صفت برابر موجوٗد۔

کلہنس انٛدر آسۍ مورخن ہنٛدۍ باقی گوٗن تہٕ برابر موجوٗد۔ وَنہٕ گوٚو یِہرگاہ راج ترنگنی اَزۍ کیہِ تنقیدی میراتوٗ سام ہیمو تیلہِ چھُہ بحیثیت مورخ کلہن وارِیاہ کمزور بنیہ یوان مگر تیلہِ سُہ زمانہٕ تہٕ سُہ وِکھہ نظرِ تھٲوِتھ اَتھ کارنامَس سام ہینہٕ یِیہِ یمِتھ منٛز راج ترنگنی لیکھنہٕ آیہِ تیلہِ چھُہ کلہن وارِیاہ قدم برٛونٛہہ یوان۔ ساریٛے ہِنٛدُستٲنی مورخن منٛز چھُہ تٔمۍ سُنٛد مرتبہٕ سیٹھاہ قدآور۔ نیان تٔمۍ چھُہ پننہِ زمانہٕ تہٕ وقتہٕ موجوٗب سُہ کار انجام دیتۍ بیس بے مثال تہٕ لاجواب چھُہ۔ تٔمۍ سُنٛد بیان چھُہ دِلکش تہٕ تٔمۍ سُنٛز ادا چھےٚ لوٚبہٕ وِنۍ۔

کشیرِ منٛز چھِنہٕ ہسٹری لیکھنٕچ کام کلہن تہٕ زمانہٕ پیٹھے شروٗع سپدان۔ امہ برونٛہہ تہٕ چھہٕ بنیہ وارِیاہ لِکھاری تِھنہٕ پیٹھہٕ ہیمو زن اَتھ زنگس منٛز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیوٚکھ۔ کلہن چھُہ امہ کتھہٕ ہُنٛد تصدیق کران۔ سُہ چھُہ پانہٕ وَنان زِ تٔمۍ چھہِ راج ترنگنی لیکھنہٕ وقتہٕ 'نیل مت پرانہٕ' علاوہ بٲییہِ کٔہہ مسودہ جان پٲٹھۍ موچھمتۍ۔ ہم زن پدم مہیر۔ ہیل راج۔ شولاکر بیترِ لِکھارِیو لیکھمتۍ آسۍ۔ وَنہٕ کُھہ سان چھُہ وَنُن یِیوان زِ سخت نُقصانو ترٲوۍ نہٕ یم ساری تواریخی کارنامہٕ پننہِ آسہِ منٛزِ۔ یِہنٛزِ گم شُدگی کنہِ چھُہ راج ترنگنی ہُنٛد پایہ بییہِ تہٕ بڈان تہٕ امیک اکھ اکھ لفظ چھُہ سانہِ خاطرِ اکہِ اکہِ خزانُک ہیٚو موٗل تھوان۔ یہِ چھُہ یِہے وجہ یمہِ کِنۍ کلہن سُنٛد ناو اَز تہٕ یوٗتۍ مقبوٗل تہٕ عام فہم چھُہ یوٗت بٕہِمہِ صدی منٛز آسیہے۔ ہرگاہ سُہ چھُہ نہٕ وانہٕ پانہٕ زنٛدہ مگر تٔمۍ یوسہِ دوٗن دزہٕ کٔنۍ تھٲو سو روزِ ہمیشہِ یتھے پٲٹھۍ ژزان تہٕ گاہ ترٛاوان۔ شایہ ویان سہ

پُنن پان زول شیہن رٲتۍ راتس
اَمی دزہٕ دزہٕ پیوان گاہ ستا ییناتس
دِژاَن نرہ پوٚ پٔرہ لو تارس دُزتھ پیٚیۍ
دِلبرن کوٗت موٗل کھوژن جیا تس

(مرزا شیدا)

زحت گیلانی

## لوسہ ہتی ماپد

کُھر ژو دآہم ژون زُلفن گژاے دِتھ
آسمانَن ہیتھ گبوٗژ خاموشس راگ
شعلہٕ ہوٗل کمہٕ تام اوٗس، کمہٕ تام ووٗد
وُش کوٗر کُہتام کس تامتھ گولاب
زوٗنہٕ گاشُن نوٗرہ وَرشُن یوٗت کوٗر
کالہٕ اوٗ برق تیژوات روٗحس تال دوٗل
چھکہٕ ژہ ییٚہ نش، توتہٕ چھم روٗحس عذاب
دل پریشان، چھُم اُچھن منز اضطراب
اُچھ بیدآری منز تہٕ ڈیشاں کرٕتھ خاب
دُچھہٕ تہٕ تھر پاٹھن چھُہ آزارِ کاشہ
کمہٕ رُہتھ گیہِ - دُتہٕ چھُہ ما دیوار کاشہ
زانہٕ کتہٕ نس گیہِ رُہتھ شوقس قدم
زوٗنہٕ گاشگ نوٗر یاسان چھُم غبار

---

ہیکمن لال ابکیس

## غزل

چانہِ زُلفو دُلہِ کم کم
وتھم کس کس کرہٕ ماتم
بدنس چانس ژندنگ زنگ
مُشکہٕ ادفہ نافک برم
چشمن منز وُہہِ فوٗزِ منقل
نظرن منز لوٗہ ہوٗت شبنم
ڈیکہٕ زن چھہ لہٕ وِنہٕ چمکگ گاش
چشمن ڈلہٕ وِنہٕ شانگ غم
چھاوُن کیُت چھےٚ باوُن چھاو
شوقس پہٕ پتہٕ تیٚہ گرتھہٕ کم
ودہٕ لہٕ گرگو نہٕ ہیس بیٹھہٕ توکل
پتھہٕ کیاہ گو وآسُن آدم

---

غلام نبی فراق

# خوش آمد

بہارس منز ژکارا ژھارنے — جنگلس منز ڈچھو کھوری دڈر تام
شیچھ پھولتھے دزاوا کہ پوژھر بوداکہ — ون ژھنڈاں جنگل ژھنڈاں بتھ آیہ گم
کانہ ژکاراہ لوب نہ تمی مایوس گو و — تنگہ ڈتن گگی ژھاپہ تل وکھ اوس شلم

اُتھی اندر گگی لنجہ پیٹھ اکھ کاو بیٹھوٹھ
تو تہ منزتس ماز ٹکرہ اوس میوٹھ

سہ آسس آو پوژھہ لا دس پیٹھے — تر آو تمی تمی تارہ کاوس گن نظر
ہتہ ہتہ پوژھہ آوہ وون پنہ نس دلس — کر یہ ماز کی ٹکرہ حاصل سوچ کر
گاٹہ جاری تہ پھہ جانس کس خبر — راتھ نتہ فاقس پیٹھے سپدی بسر

آخرس پوژھہ لود تھود ووتھ باکدام
اوپہ سلت کاوس وونن کریس سلام

کاوہ یارا تو خدایں زو دتوی — سے چھہ تا لکھ دنیہک رزاق سے
ہم صفت وتن تمہ تمی بیہ کس دتن — ہیرہ لوہ نہ پتہ برو شہ ڈیچھ کس ازلہ بیچھے
رات ژھارتھ منزگس گچس مانسان — سہ رہہ زنگی زنگاہ میہ گو ژھہ پانس بیٹھے
یہی ونکھ تی چکہ انان یا تی ووہے — دعوہ کریس منز زہ چھکہ یکیا ستی کیچھ
یہی نی تمو پیٹھ قناعت چھکہ کران — دل نہ چُھت تمی لند شہ ہیو زانتھ کیتھ فقیہ

ہم صفت بوزتھ سپد دلشاد کاو
نیہ شوون ڈیتھ مگر تمی گورنہ تاو

# رُباعیات — غلام رسول نازکی

○

خو دایَن چھےٚ اگر دُیمت نہٕ توفیق
درٕ تِمن نِش گژھہٕ پرٕ کمتہٕ سیدی ژیٖہ تصدیق
اگر اکہِ طرفہٕ آسَن ساس صدٕ آیق
زینکھ گمُرہ کرِتھ اکھ مُزکہِ زندیق

○

گُنی شبہ دُ ذکمنس تَل خاص وعامس
اکےٚ ورتاو کوٚر شہرس تہٕ گامس
مسادا نکھ چھ اُسی قابِل تمی رکنہ
گژھےٚ لیٚول کوٚر حلالس تےٚ حرامس

○

گژھےٚ تامپر مُرشدِہ تہٕ فرنجی خالس
مشرس چھس بلینہٕ پیٹھ رکھ چھُس گژھےٚ پیش
فرنجی خالِش اندر یارِس چھُہ ترنجی کتھ
کراں ملہ مُرشدِہ اندر نہیس کھش

○

چھُہ آپس بوے یارِس یار ژاگان
مریدس پیرٕ پیرس دیار ژاگان
عوامس منتخب سرکار ژاگان
اکھیں دوہ لگن تہٕ پتھ بیمار ژاگان

○

چھِہ پوشلان گاشہٕ گر بدُبُل چھِہ خاموش
دتھ ژیرٕ ڈارن چھِہ پکھو پتھ زعفران پوش
مسیحن پیٹھ سر سقراطن دِکھ زہر
پری اندام عفریتن ہم آغوش

○

چھِہ گومت بے اثر اللہ اکبر
پیٹھ گومت بے بال و پر اللہ اکبر
خدا وانا آسِہ پتھ کالہ حمان
خدا وانہ گو ولُ ذرٕ اللہ اکبر

محمد امین ضیاؔ

ساؤ حالات ، حاری ثاتھ بنے ی
اسو صُبحکو ستاہِ ساتھ بنے ی
آش سوریجو دِلن تہ ڈڈل ماحول
گاش سور یو اُچُھن تہ داتھ بنے ی
سیٹو دنظر بچُے تہ ہلو سیدی شمشاد
خوش قدم تھو تو حادی ثاتھ بنے ی
رِزہ پیشٹہ پیٹو د قدم تہ بچُھ سر پِین
گو مگوس آؤ نفیاتھ بنے ی
ساؤ شوقن دگھلو دَئن کو ر زڈل
اتھو تہ کاتیاہ حسین ساتھ بنے ی
ژھے پہر سبزدچیر تہ گیہ گرہنر مانے
گتہ خو لو چیچ تہ ذو آتیاتھ بنے ی
ہینو ہنگا ہے تیثر تنہا ئی
شہر آباد گیہ دو بہاتھ بنے ی
بیتہ کیاہ کَم چھُ یتھ زمانس منز
دم شماری ہنزسے ہراتھ بنے ی
عُمر گُذرسے دَ ہتھ پکان لیہ تھو
ترتیش کھو تاں بچُو دُواتھ بنے ی
ساؤ آواز کمرہ بند آواز
ساتی آواز کاینا تھ بنے ی
شاہیری یتھ دنان چھُ آدیل فن
کاہلس وجہ مُشکلات بنے ی

# غزل

عبدالرحمان طالبؔ

سبٹھاہ ژیٚو بارڑھ سنٛج کژ ڈٹھ لوٗس چھُہ منزل
دِلس داغ شوقُس بہ امارہ پوٗرشن

زمانس اگر پیٚنٛہ قدم ہٮ۪ی تہٕ کیٛاہ گوٚو
پدیس اضطرابس تہ رفتار پوٗرشن

ژٕ رَچھ داغ لو ہکو یِتھ لَن گُل امارن
ہٕوس آتش تو ہٕشن بہ گلزار پوٗرشن

کلامس اثر نَس چھُہ رمس حیا تَس
تُہمس دِلبرس طوطی گفتار پوٗرشن

سیمیٛ سَنٛج ہتم گر چھوکن کر آلی تُلی شن
فقط لول چو نُے مِیثہ بُلبار پوٗرشن

ہُمس از چھُہ لاژم پگاہ وآرِ ساتھ
مگر ساتھ قبس دِیُن سہ ابقرار پوٗرشن

ژیٚہ رٕوس کر بہٕ گُن زوٚن قرارس اندر چھُس
میٛہ چھُم باد ہمدم تہٕ غم خار پوٗرشن

میٛہ کیٛاہ چھُم اکراں چھُس بہ لوٗلس خوٚہ لاچیٚ
حسن پوٗرشن حُسنس بہ سرکار پوٗرشن

چھُہ پرسھہ موسمس دُنی دوان چھُن طالبؔ
بہارس تہ چو نُے بہ انہار پوٗرشن

محمد امین شکیبؔ

دِل پیٚے قو یو دُب دُپ کرہٕ وُن
شوقس ہا بنہ کو تاہ کرہٕ وُن

آزرو قلبہ گر میاَ فی صوٗرت
کیٛاہ چھُکھ چھُنیٚم موٗرت گرہٕ وُن

بہٕ تہٕ دُچھ تھِیکہٕ نس چھُم کُشتہ خاوت
کوتاہ واوس منٛز چھُکھ دِرہٕ وُن

دوہ لرچھ گژ ابہٕ چھُہ تیٚشل گنٛز راہ
لول چھُہ سوٚدرس منٛز پوٗز تُرہٕ وُن

ژٕ تہٕ تژا او شوقُن میٛارِش ہا لکل
بہٕ تہٕ چھُسہ کم کِتھہ چھُس ماڈرہٕ وُن

واعظہ عیس کر یٖتہ کھوٗ ژٕ نا دُکھ
چھُکھ کرا سہ وُن واعظہ یَرہٕ وُن

موٗ ہنتہ سُنٛج لراز چھُکر تہٕ آ دُش
شکیبہٕ ژے چھُکھ سو شبمر تہ جرہٕ وُن



# غزل

عبدالرحمان مسعود

حسیناں خوب رویاں نگاہ کیتی تا رہ کراؤ
چھوریاں ژوڑ تاؤن محبت تا کارہ کراؤ

دمس دوب دوب دشمن ہانکل بیرکیا گوو
ملیاں دل توازاہ پھارہ سانا ہوچھا پوکراؤ

میشہ نارہ سخی چھو گو ذلت امانت لوہو نارن
وتیم شہبہار پیتی لبالب جام پہ تنگ اشارہ کراؤ

جو آنی سوری ہجو حسن تہ روشہ پانئے
تا ایدرو نزہ ہا تے تخلیق سے شہ پارہ کراؤ

عشقنگ تہ روزگارک غم گر دوان چھو ذلت
کا ژہ عاہ سلوگ تہ آسان دریان منواہ کراؤ

حسنگ گیہ اکہ یاسہ الم لو کوگیلن گو دیا کہ ستم
سرڈرس ستی ودہ ندس گرژہ ہے دلجو یا دلدار کراؤ

باقی از صفحہ (۱۴)

آرو گتو پہ ژہ آدی ردون کاوس کنہ
از بیتہ کر محرم ژہ یتہ پنہ لس سرس

خوب صورت جان جانا دار چھکھ
گکھہ دیان گاٹل تہ خوش گفتار چھکھ

شوق چھم دہ تہ پوری کراؤ شوق میٹون
بوژہ ناوم نغمہ موسیقار چھکھ

خوشی ژہ کر دل میٹون خوش روزکہ دوبے
دل رچان چھکھ پہ بہتہ اکس دلدار چھکھ

کا دگو دیو ژہ آوی تاریک شکار —
بیتقلیو مبس ہوش رووس گا ٹہ جار

تو ہتہ مژر آوتہ بیتھے تہ مرتا دے کور
ازبیول وسی پیشوونہ پو ژہ آدی آس لوڑ

# ژھانٛپ

دیپک کول

سۅ تہٕ تٔمِس بیٚنہِ ژٕوروِنہٕ سکھان چھےٚ، سیٚھچ اُمِس آچھِ — تہٕ یُوت تام سۅ اُمِس پٔروٚنِتھ کُنہٕ داآژ اُمِس توٚگ نہٕ یہِ فاصلے کرُن زہٕ اُمِس کیٛاہ پٔزہٕ گوٚ ڈہٕ وٕنُن سُہ تھانیتھر ٹۅد ہیٚیوٚ تہٕ وۅٚن تٔمِس "بوٚ اوٚسُس دپانے زہٕ تُہیٚ گژھوٚ میٚہ سمکھنۍ۔"

... یہِ بوٚز تھہٕ گیہِ جیٚبہٕ حارانے ہٕشی تہٕ پرٛژھنس "کیٛازہٕ ژھٕرے چھا؟"

"اہن سا رژھٕرے چھہٕ کیٚنہہ نہٕ پٔتھے — میٚہ زِن دِیتوٚد چھٔکُنہِ وِزہٕ شوق گژھان پنہٕ نِین پرٛانِین فریٚنڈن سمکھنس — اُتی پرٛانہٕ کتھہٕ یاد پیشوان — یٚہے توٚ زان ہیٚش سپدان کُنہٕ نہٕ۔" شبن جیٚین دوٚپنس اندامس ہٕشی

"توٚ تام گوٚو رٕلتے۔" جیٚین دیُت تس مُرئ دِبادٕ پاٹھۍ جواب

"تھوٚ زِن چھوٚہ بڑٕ کمزور سپدی مِتۍ — یہِ کیٛاہ ولوٚوہ یتہٕ پاٹھۍ زِنٕ گژھہِ نہٕ تۅہیہِ یہِ حالت سپدنۍ

میٚہ دوٚپ یہِ وٕنوٚوہٕ تۅہیہِ اوتٔرے مگر تۅہیہِ آسوٚہ کم تام سپٕتی — تہٕ میٚہ زوٕن نہٕ ہمتھ کٔھتی کیٚنہہ دٔپُن ٹماٹِب مگر میٚہ گوٚ وڈٕ شاک تٔمہٕ دوہہٕ۔" شبن جیٚین وۅٚن تس بڑہ ہیٚوت لاگتھ۔

" اہن ہٕرا اکھ توٚرے داآژ اوتٔرہٕ اسہٕ بِسترس تمہٕ تہٕ وۅٚن تٔمی مگر وُچھوٚ مہرا دۅہ دۅہ چھا کمسان کُنہِ وسان۔" جیٚین وۅٚن پننہٕ بیٚسترہٕ باوٚ ہے۔

" مگر توٚ تہٕ کو تاہ یہِ زِن تۅہیہِ سپدٕ مُتۍ چھہٕ۔ یہِ وُچھم نہٕ کانٛسہٕ سپدان۔ سۅ تٔچھوٚ پانے ہیٚی کیٛاہ آسوٚہ از ژورپا ژھٔرھ وُرہی برونہٕ کالجس منز تہٕ از کٕنہِ بجوٚہ۔" شبن جیٚین وۅٚن تس کیٛاہ تام یاد پاوان

"ہتہ مہرا پننہٕ چھاتی روزان — کانٛہہ زندگی آسہِ اکھ — یہِ زندگی گیہِ ٹیاکھ — واریاہ پھیرٕ چھہٕ ہٕتھ نہٕ تیتھ — ہٕہی وُنوٚ۔" جیٚین وۅٚن تس سیٚٹھاہ دُرے۔

"نہٕ گوٚ وٹھیک — مگر ہٕہی بچھوٚ پرہٕ ہتہٕ لیکھمتھ تۅہیہِ پٔزہٕ ناسوچن زہٕ پٔنُن پان کتھہٕ پاٹھۍ ہیٚیکہِ (Maintain) سپدِتھ۔" شبن جیٚین وۅٚن تس ژکرسان ہیٚوٚ۔

" ہتہٕ مہرا بیٚیلہِ زندگی تاکی گژھان چھہٕ تیٚیلہِ چھا کانٛہہ چیز (Maintain) سپدان۔ تیٚیلہِ مہرا سوٚ زٕے مُشتھہٕ گژھان۔" جیٚین وۅٚن تس لوٚٹہ

